بِسمِ اللّٰہِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیمِ

نحمد و نصلی علی رسول الکریم

مُنتخب کلام از

# احد زرگر صاب

موسوم بہ

# سوٗن ادب کٲشِر صوٗفی شٲعِرۍ

انتخاب، ترتیب و تزوئین

عبدل غنی کشمیری

پبلشر

سُلطَانِیَہ بُکڈپو

ہیڈ آفس: مدینہ چوک گاؤکدل، متصل سومو اسٹینڈ سرینگر

برانچ آفس: کنہِ کدل بالی پلازا، سرینگر کشمیر

بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡم

نحمد و نصلی علیٰ رسول الکریم

# تفصیل عناوین برائے غزلیات

منتخب از کلام جناب عبدل ''احد زرگر صاب

بِسمِ اللّٰہِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیمِ

# عرضِ ناشراں

☆ پاک پروردگارِ عالمین ذُل جلال وَجل شانہ، کے دربارِ اقدس میں بہت بہت شُکر گذار ہے کہ آج ہم وادیِ کشمیر سے تعلق رکھنے والی مشہور و معروف ادبی شخصیات جنہیں اہلِ کشمیر نہایت عقیدت اور احترام سے صوفی شعراء کہلاتے ہیں، خاص انہی معتبر علمی، روحانی اور وجدانی کیفیت رکھنے والے اعظیم سوپوتوں سے مُنسلک اُن کے گلہم کلام میں سے بعد از انتخاب ایک نئے اور مخصوص انداز میں اکثر و بیشتر زبان زدہ عام ''صوفیانہ شاعری'' پر مبنی ترتیب دی گئی نئی کتاب ''بطور کوشش دوم'' اپنے مکرم قارئین حضرات کو پیش کرنے کا موقعہ ادارہ کو نصیب ہو رہا ہیں، ہم اس بات کے حق میں نہیں کہ سر زمین جموں و کشمیر'' سے تعلق رکھنے والے ہمارے ''ایسے سبھی شاعروں'' کا بیان کردہ گلہم کلام کسی بڑی اور ضخیم کتاب میں ''بیک وقت شامل کیا جا سکے کیونکہ مولف یا پبلشر کے بس میں وہ ابھی بھی ممکن نہیں۔ تاہم اس سلسلے میں متواتر کئی الگ الگ صوفی شاعروں کے نام سے مشہور صوفیانہ شاعری کو مختلف جلدوں میں بڑی آسانی سے شایع کیا جا سکتا ہے؟۔ لیکن اس عمل کا کام مکمل کرنے کا کبھی دعواعہ نہیں جتلا سکتے۔ کیونکہ کشمیر کی صوفیانہ شاعری کی جڑیں بہت ہی گہری اور ایسے کلام کی تعداد بے شمار معلوم ہوتی ہے۔ یقیناً اس باب پر آج بھی چاہیئے تو سینکڑوں تصانیف ہائے شایع کیئے جا سکتے، مادری زبان میں، ہمارے اِن صوفیانہ شاعروں نے مخصوص ایک منفرد انداز میں جتنا



بھی کلام ارشاد فرمایا ہے وہ ہمارے لئے سب سے بڑا سرمایہ حیات تصور کیا جا سکتا، ہماری قومی اور ثقافتی وراثت کا نمونہ یہی کلام ہے، کیونکہ قوموں کی تہذیب و ترقی کا دار مدار انکی مضبوط مادری زبان پہ محیط ہوتا ہے اس وجہ سے تسلیم کیا جا سکتا ہے کہ ہمارے اصلافوں نے اپنے ان تعلیمات کے زریعے ہمارے لئے ایک راہ عمل صاف طور پر واضح کر کے ہمارے سامنے رکھدیا ہے۔ اس سلسلے میں اگر کہا جائے کہ ہمارے ان روحانی اور علمی شخصیات نے وقت وقت کی تبدیلیوں، حادثوں اور مختلف انقلابوں کے باوجود محض اپنے کلام کے زریعے تبرو کا ہمارے لئے بہت کچھ چھوڑ دیا ہے بے جا نہ ہوگا۔ بہر حال ہمارے پاس ''غزلیات، روباعیات، نعت و مناقب، کشمیری روف اور وَنہِ وُن کے علاوہ قصیدہ خوانی اور حمدُ و ثناہ کی صورت میں بہت سارا بنیادی مسودہ، قلمی نقل، اور مطبوعہ تصانیف جات کافی تعداد میں آج بھی موجود ہے، اس بات سے انکار نہیں کیا جا سکتا کہ اس سلسلہ میں پہلے سے مکمل کام کرنا چاہیئے تھا، تاہم گذشتہ پچاس سالوں سے لگا تار اس موضوع کے نام پر ہمارے کئی سرکاری و غیر سرکاری اداروں نے اپنے مقدور اور دلچسپی کے مطابق جو کام کیا ہے اسے ہم ہر گز بلا نہیں سکتے کیونکہ اگر ان اداروں نے اجتماعی حیثیت سے یا انفرادی لحاظ سے ایسے مواد کو وقتاً فوقتاً شایع نہ کیا ہوتا تو موجودہ سائنسی دور میں بھی پرانے کشمیری کلام کو کنگھالنا مشکل ہو جاتا، خیر اُمید ہے کہ، کتاب قوم کیلئے فرحت جان اور مترتیب کے ساتھ ساتھ ادارے کیلئے بھی باعث نجات ثابت ہو جائیگی۔ عامین ☆ ہلال احمد شاہ معرفت سلطانیہ بک ڈپو

○

(۱)

اَلستَ بْرِبکُم گوم ندا کمہِ تام شیٖ

بلی دٕپتھےٚ گوس واللہ زوٗنم نیٖ

نابوٗدٕ أندرے بوٗد کوٚر تھس دوٚستادیٖ

معبوٗد میوٗن چھُکھ بوٗ ہاروزے بندٕ ے گہِ یٖ

ڈٕبکہٕ گوم جاأگتھ آم لاأگتھ سٕنز یاأ سیٖ

موکھِ کٕنزِ ڈیوٗنٹھُم پانٕہ موٕ ولی انسان رویٖ

زینہٕ ہاٗتھ گیمَ ونہٕ کسَ ازلنز باگہِ نیٖ

تنہٕ چھسَ فلوا شہن طرفِن ہتھ زاگیٖ

کنہٕ شیچھُ بوٗزم سٕنز سٕنز گیم عشقنٕز پیٖ

وٕنی دِ یاوِ ناأونسَ پاأنی پانس مویے مویٖ

شَلہِ کس سٕدرس دَمہٕ دَمہٕ یم دِم دِتہِ میٖ

دِلہِ کس لٕدرسَ ہمرنگ نہٕ کانْہہ مہر جانیٖ

وحَدتہِ نِشن درایہِ کثرت حسَرت چھُیٖ

حاأرِت چھُ لاحد توٚری دوٚنوے مجبوٗر گیٖ



ژوٕدِہنَ لالَن ہیوت میٚہ گُنیٖ دُردانیٖ

سَدِہن تہٕ أکس منٛز چھُ تمہِ گُے نوٗرانیٖ

قال گوم بدنام حال وٚتم کس باوَے

دال گوم چون دام زالِ لوگنَم بے نوکتَے

احد احمد پانہٕ محمدؐ دِتھ جلوَیٖ

احد زرگر گرائے ہاأوِتھ تمنبہٕ لوٕنیٖ

اَلستَ بْرِبکُم گوم ندا کمہِ تام شیٖ

بلی دٕپتھےٚ گوس واللہ زوٗنم نیٖ

نابوٗدٕ أندرے بوٗد کوٚر تھس دوٚستادیٖ

معبوٗد میوٗن چھُکھ بوٗ ہاروزے بندٕ ے گہِ یٖ

(۲)

تھاأوِتھ مےٚ یارِ ارمان، وُچھ ہٕت دوبارِ یکھناہ

نیوٚتھم مےٚ دِین وایمان، صبرو قرار یکھناہ

عشقُن فسانہٕ بوزِتھ ششدَر گرٛھان روزِتھ

سوٗرٕے حُسن چھُ بوزِتھ چوٗنےٚ بہار یکھناہ

حُسنٕچ ژٕے چھےٚ بحاألی گلُدار جامہٕ ناألی

دِل بُلبُلن وُبألی، گویکھ نظارِ یکھناہ
کِبنژِن ژےٚ جلوٕ ہاوِتھ، کینہہ بلژ ژے تنبہِ لاوِتھ
کینہہ تشنہٕ لَب ژےٚ تھاوِتھ اندر مزار یکھناہ
ہی پوش میوٗن یاوُن، یکھنا تہٕ ہیکھ ژٕ چھاوُن
بیہٕ گوژھ یہٕ دِل رلاوُن، با اغیارِ یکھناہ
یم چانٛز دستہٕ گل، رنگو مُتیٚ زِ خونہِ بُلبُل
قدٕ سروٕ، موٗے سنبُل، روئے گل انار یکھناہ
لوگ مالہِ رُت نِشاطس، دٕھتم بہٕ تور والتس
گنٛزرِم میٚے رأتی راتس، ہٕکِہ سِتارہٕ یکھناہ
ہے ویٚسی منہٕ ناوِتھ، اتھن سہٕ یُس چھُ روشتھ
تھاوٕے بہٕ وتھراوِتھ، باغے چِنار یکھناہ
گومُت سُنِتھ مے آزار، پیوٗ مُت بہٕ عشقہٕ بیمار
وصلک دواہ مے درکار، ہیتھ اکہِ اِشارہٕ یکھناہ
وعدس ژٕ کر وُفائی یتیہٕ نوچھُ کینہہ بقایی
وُچھ تو آخر فنائی، چھُوی سمسار یکھناہ
زرگر احد چھُ مشہور، خوش سخن عشقہٕ کوستور



15/2/R

کرِ بوٗل بوش، منظور پریمہٕ سپارِ یکھناہ
تھاوِتھ مے یارِ ارمان، وُچھ ہَت دوبارِ یکھناہ
نیوٗ تھم مے دِین وایمان، صبرو قرار یکھناہ
عشقُن فسانہٕ بوزِتھ ششدر گژھان روزِتھ
سوٗرے حُسن چھُ بوزِتھ چوٗنے بہار یکھناہ

÷÷÷÷÷÷÷÷(۳)÷÷÷÷÷÷÷÷÷

پروانہٕ عالی شانہٕ کمیوٗ کانہٕ دٕزِتھ پھوٗکھ
پروانہٕ گوی اکھ دانہٕ کمیوٗ کانہٕ دٕزِتھ پھوٗکھ
سنہٕ وٕنہٕ یمہٕ کنہِ وانہٕ بوزت کتھِ روٗدٕی ذوق
تنہٕ ونہٕ چھوک دیوانہٕ کمیوٗ کانہٕ دٕزِتھ پھوٗکھ
ہر پاسہٕ یتھ طوفانہٕ کروی گم تہٕ حبہٕ ماپیوٗکھ
سرپا گی زولانہٕ کمیوٗ کانہٕ دٕزِتھ پھوٗکھ
بون تروٗتھ شامیانہٕ سون زن دوہٕ رِپرِ یزلیوک
ون کتہِ چھوٗی جانانہٕ کمیو کانہٕ دٕزِتھ پھوٗکھ
منصورہ ہا رازِ انہِ از نور فلواہ بنیوٗکھ
منظورہٕ رِندِ جہانہٕ کمیو کانہٕ دٕزِتھ پھوٗکھ

ست چھی خط نِشانہٕ گت دِت لاحد گوکھ
گت سُتی چھوی یکسانہٕ کمیوٚ کانہٕ دٕزِتھ پیوٚکھ
بے دانہٕ دَذٕ دانہٕ دانہٕ اسرارہ کوی مس چوٚکھ
دیدار چھوک دِیدہٕ مانہٕ کمیوٚ کانہٕ دٕزِتھ پیوٚکھ
شُکرِ بر پے مانہٕ تولرٕ چا درٕی کھیوٚکھ
وولراہ بھرِ دور دانہٕ کمیوٚ کانہٕ دٕزِتھ پیوٚکھ
لاشکھ وُچھُم ہمخانہٕ عاشق تہٕ بیہٕ ماشوق
چاشکہٕ متہٕ مستانہٕ کمیوٚ کانہٕ دٕزِتھ پیوٚکھ
بر سیر فقیرانہٕ، زرگرہ ژہٕ فلہِ فلہِ گوکھ
پرٕ نامہٕ دِل برِیانہٕ کمیوٚ کانہ دٕزِتھ پیوٚکھ
پروانہٕ عالی شانہٕ کمیوٚ کانہٕ دٕزِتھ پیوٚکھ
پروانہٕ گوی اکھ دانہٕ کمیوٚ کانہٕ دٕزِتھ پیوٚکھ

÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۴)÷÷÷÷÷÷÷÷÷

برُقہٕ مژرتھ ہاوتم ماہِ تابان
چانہٕ جلوٚک سوندرے آسہٕ ارمان
گشتہٕ گاٸمتن وچھتھ چھک ٹھرِی تھاوان



چانہٕ جلوٚک سوندرے آسہٕ ارمان
دارِ پٹھ چھکھ روے روپوش تھاوِتھ
مارِ گُلمار بردوش یلہٕ ترٛوٚوِتھ
کارِ پتی چھکھ عاشقن بچھہٕ ناوان
چانہٕ جلوٚک سوندرے آسہٕ ارمان
چشمہٕ نرگس یمبرزلہٕ بادام
عشوٕ ستمن آہو لگی درٕ دام
رشک ترٛاوِتھ وُچھتم گوم برِیان
چانہٕ جلوٚک سوندرے آسہٕ ارمان
جامہٕ شرین پُرٕ نوش چھی دروست
نامہٕ للہ داماہ دِتہٕ تشنَس
تھامہٕ کرتھس چھُ ہم پیارہٕ ناوان
چانہٕ جلوٚک سوندرے آسہٕ ارمان
رونہٕ مژرلس مژ یاکھونہٕ ساوِتھ
منہٕ فلہِ نے مژ نتہٕ للھ ناوِتھ
تنہٕ لاگےٚ تن تےٚ آلوے پان

چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
کینہِ ترأوِتھ جاۓ تتہِ مژراو
چینگِی گُل اتھ ہی پانس چھاو
سِینہِ چُونے چھُ بے شک باغِ رضوان
چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
آفتابس تھاوِتھ اوبرُک نقاب
بے تابس ژُتھم صبرچ طناب
گردِ آبَس لو گھتس یہٗ چھُ طوفان
چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
وارِ دِیوت تھم دأرِتھ تیرِ الماس
مارِ کُرتھس مارہِ متہِ گوٚم تلواس
پارِ گأمتی دل آسہِ زِ رنژ ناوان
چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
نب اُوسم پاونن اوُسس شاد
سب سورے ژرے پتہٕ گوم برُباد
تب عشقُن کونہِ چھُکھ شہلاوان



چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
حورِ پوُر مُت ہیرِ بون زرَ وَ زِیوَر
ژورِ تھاوان آسہِ نِشہِ نورِ انوار
دور روزِتھ عأرفن تنبہٕ لاوان
چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
خون زألتھ یم نی سوکھ ہووُتھ
پرون نو ونتہٕ سورُے مشُروُتھ
زون آفتابہ تمہ نورِ چھی مندچھاوان
چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
ختہٕ گُرِی کرَی گیہِ ہم کتہِ ترأوِتھ
رِند جانس پنہٕ نِس گِندہٕ نأوِتھ
زندگی میانی پزِی پأٹھی چون احسان
چانہِ جلوُک سوندرے آسہِ ارمان
احدزرگرس اندیوٗ عشقُن نیأے
خوبصورت چھُ آسان بے پزٕ وائے
عشہ نارچہِ زالی کوٚہ وبیا بان

چانہِ جلوٗک سوندرے آسہِ ارمان
بُرقہِ مژرتھ ہاوتم ماہِ تابان
چانہِ جلوٗک سوندرے آسہِ ارمان
گشتہ گاٗمتن وچھتھ چھک ٹھرِ تھاوان
چانہِ جلوٗک سوندرے آسہِ ارمان

÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۵)÷÷÷÷÷÷÷÷÷

قوالہ ژٕہ' دِیوتارِ صدّاعہ' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
زوالہ نشہِ ادہٕ روزہٕ جُداعہ'' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
یندارز خاموش' بوزہِ باہوش ساز وسرور سانو!
رِندّہ رازہٕ نی منز لولہٕ'' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
رَبابہٕ سارنگ' طبلہٕ طاوٗس کلمہٕ پرہ ناوُن
لباب دل نیرہؔ' زیرّ رواہ'' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
ہے تشنہ لیس گژھِ کنن جنتک ونہٕ وونو!
نَےّ نالہٕ رٹہِ نامہٕ کداعہّ'' سُوی چھُ مُداعہ میون!
شراب کباب بنگہٕ چرسؔ' سُوز مستیوٗ جانو!
شراب سرہ کر زاھد ھاہ'' سُوی چھُ مُداعہ میون!

باقی چھِ تمی زندہ مرِتھ جیے یمو زون
ساقی چاوِم جامہٕ ھُداہ' 'سُوی چھُ مُداعہ میونو!
گہٕ وٗت چھوم تہٕ اَندرہٕ نبر شوبان نُندہٕ بون!
کیاہ ناز' درناز' ناز وعداہ'' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
زِ ٔچھر تہٕ ژھوچر چھونہٕ عشقس نہٕ چھُ نو پرونو!
پوچھر تہٕ لوچرتھ چھوٗ فِداعہ'' سُوی چھُ مُداعہ میون!
دائیم چھی آسان زندہ دلن سیر حق لَلہٕ وانو!
قاٗیم چھُ تمن عشقِ خُداعہ'' سُوی چھُ مُداعہ میون!
احدَ زرگرہٕ دم غنیمت برمہٕ چھو ازلے لونو!
دمی ڈیوٗ ٹھہم شہ تہٕ گدا سوی چھو مُداعہ میوٗن!
قوالہ ژٕہ' دِیوتارِ صدّاعہ' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
زوالہ نشہِ ادہٕ روزہٕ جُداعہ'' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
یندارز خاموش' بوزہِ باہوش ساز وسرور سانو!
قوالہ ژٕہ' دِیوتارِ صدّاعہ' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
زوالہ نشہِ ادہٕ روزہٕ جُداعہ'' سُوی چھُ مُداعہ میونو!
یندارز خاموش' بوزہِ باہوش ساز وسرور سانو!

()

÷÷÷÷÷÷÷÷(٦)÷÷÷÷÷÷÷÷

کریؤٹھ یارٕ دۆؤ پیٛترن پیوٚم پانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
زیؤٹھ سفراہ کیاٚ ونہٕ بے گانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
کریؤٹھ یارٕ دۆؤ پیٛترن پیوٚم پانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
ینہٕ بۆ زُم کنہٕ تٔمی سُند گُفتار
تنہٕ ترٛژوٚم کلمِہ پۆرُم زُنار
ژھینہٕ کعبَس ہینہٕ آس بُتخانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
کریؤٹھ یارٕ دۆؤ پیٛترن پیوٚم پانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
گَس دِیٛتھم بس روٗ دُم نہٕ رفتار
تَس تَس کرانٛ شش کلہِ گوٗنڈنم نار



وس زاَجِ نم فان گوٚم منٛز آنَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
کریؤٹھ یارٕ دۆؤ پیٛترن پیوٚم پانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
نۆرٕ جامے لاَگتھ چھُم سہٕ دِلبَر
گوٗرٕ گوٗرئے چھس کران ہفتہٕ پیگر
حوٗرٕ وَنہٕ وُن شوٗبان دُر دانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
کریؤٹھ یارٕ دۆؤ پیٛترن پیوٚم پانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
طوٗطِہ رٕنگی چھ اَتھ عشقہٕ سُندرس بہار
زُہ تہٕ وٗزِ چھِ اَتھ منٛز لال بِسیار
فوتہٕ ژوٗرُم موختَس تہٕ میر جانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس
کریؤٹھ یارٕ دۆؤ پیٛترن پیوٚم پانَس
لۆٹھ کوٚرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

یِتھ مُلکَس منٛز بسان جادُوگار
تتھ شہرَس چھُ پادشاہ میۆنۆی نِگار
ستھَ یِقلیم چھِ تأبیاَ سُلطانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

کریۆٹھ یارٕ دۄذ پیُٹرن پیوٚم پانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

کینٛہٕ رٔڈ رٔڈ رۄدُم دِینَے ڈولہٕ نۆنَس
چینٛۓ نفَسَس سُتی جنگھ کرٕ نۆ نَس
سَینٛہٕ دأری دأرِ رۄدُس توف خانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

کریۆٹھ یارٕ دۄذ پیُٹرن پیوٚم پانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

رشکہٕ میانے ژھیپھ یِتھ رۄز تنہاہ
تشنہٕ تھأوِنَس زانہٕ تہٕ کۄرنم نہٕ تَسلاہ
عشقہٕ ژۄرن لۄ گنَس طوٗفانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس



کریۆٹھ یارٕ دۄذ پیُٹرن پیوٚم پانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

ڈنجِہ تھأوِنَس نہٕ سۄران آم یاوُن
رنجہٕ نأوِنَس ژھۄنجِہ دِیتنَم درشُن
گنجہٕ آباد پنجہٕ دِیتھ چھُ وأرانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

کریۆٹھ یارٕ دۄذ پیُٹرن پیوٚم پانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

ہرَ موکھ یِس موکھ ہا وِ دِل آرام
گرتَس نشہٕ بیۆن چھُ کُفر اسلام
برَ مُژرِتھ سأل کرِی یکسانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

کریۆٹھ یارٕ دۄذ پیُٹرن پیوٚم پانَس
لۄٹھ کۆرنم دِنَس تہٕ ایمانَس

سیرٕ سو ختن تیرٕ پھل یِس سُنیتھ گۄ
زہرٕ اکی حیسہٕ تے ہوشہِ نِش ؤستھ پیۆ

پیٹھ قۆتوا کیاہ کرِ دِیوانس

لۄُٹھ کۆرنم دِنس تہٕ ایمانس

کریُٹھ یارٕ دۄُڈ پیٹرن پیوم پانس

لۄُٹھ کۆرنم دِنس تہٕ ایمانس

شُوقہٕ سۭتین نائِکی گۄم عشقُن طوق

گاہ عاشق گاہے چھُس معشوق

احدؔ زرگر مُشتاق پانٕسِ پانس

لۄُٹھ کۆرنم دِنس تہٕ ایمانس

کریُٹھ یارٕ دۄُڈ پیٹرن پیوم پانس

لۄُٹھ کۆرنم دِنس تہٕ ایمانس

( )

÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۷)÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷

تارول گۄم عشقنہٕ افسانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانٕے

مارِ گُلمار نائِکی گاٴم زولانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانے



تارول گۄم عشقنہٕ افسانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانٕے

مارِ گُلمار نائِکی گاٴم زولانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانٕے

سرٕ کوکُل پھلِ متی تھرِ سوٗمبُل

ٲرٕ لامن جیمَس سۭتین میُل

سر صنوبر چھُ الفُک أنعامٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانٕے

تارول گۄم عشقنہٕ افسانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانٕے

مارِ گُلمار نائِکی گاٴم زولانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانے

بُمہ محراب نازُک ییلہٕ ہونم

، دمہٕ دَمے دوپنَم اتھ کُن نم

بُرٕ مراوسَ خالکہٕ نورانٕے

ہارِ طوطَس سۭتی لۆگ یارانٕہ

تارول گوم عشقنہٖ افسانے
ہارِ طوطس سُتی لوگ یارانے
مارِ گُلمار نالی گام زولانے
ہارِ طوطس سُتی لوگ یارانے
حی حیاتک نُر مے چھس چشمن
موے لوٗلک مس زن دون جامن
کھے کاسِتھ چاونس پیمانے
ہارِ طوطس سُتی لوگ یارانے
تارول گوم عشقنہٖ افسانے
ہارِ طوطس سُتی لوگ یارانے
مارِ گُلمار نالی گام زولانے
ہارِ طوطس سُتی لوگ یارانے
سَتہِ شہرچہِ کتھِ ہنز گرنم زان
، ہَتہِ زیٖوِ چھم یوٗ لیا بوز ناوان
مَتہِ سُرِ یُس بوزِیم داستانے
ہارِ طوطس سُتی لوگ یارانے

تارول گوم عشقنہ افسانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
مارِ کُھمار ناکر گام زولانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
موے نوشس تس صاحب ہو شس
نے رژ کیا جہندس یوُل بوشس
تے یوزان کُرنس دیوانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
تارول گوم عشقنہ افسانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
مارِ کُھمار ناکر گام زولانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
رتہٕ میانہٕ چھی اتھ کھُور رنگہ ناوان،
گتہٕ ریشہٕ ہندِ گھتہٕ چھم کرِ ناوان
ستہٕ ورشے لوگ مس پروانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے

تارول گوم عشقنہ افسانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
مارِ کُھمار ناکر گام زولانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یاران
عشقہٕ ژورس ژھین کُس کرِ مانء
عشقہ ستی میہ ٹھہرتھ جسم و جان
عشقہٕ ڈآلیاہ بیتھ آم جانانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
تارول گوم عشقنہ افسانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
مارِ کُھمار ناکر گام زولانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے
احد زرگر دَم بیتھ روزِ پانس
مانہٕ بوزن تگو کیاہ بے گانس
زانہٕ سُہ یُس رتہٕ رندن وامانے
ہارِ طوطس ستی لوگ یارانے

تارول گوٗمر عشقنہٕ افسانٔے

ہارِ طوطس ستۍ لوگ یارانٔے

()

÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۸)÷÷÷÷÷÷÷÷÷

فَقیرِی تابہٕ وُن آفتاب چھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیرِ ی جابجا شاہ ڈِیہ ٹھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھ ُ ے

فَقیری مثلِ بُلبُل گُلشن آو پھلی پھلی

فَقیری رَنگہ رَنگے جاَ مہ وَلی وَلی

فَقیری وصل شین اَصللٔے موے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیری تابہٕ وُن آفتاب چھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیرِ ی جابجا شاہ ڈِیہ ٹھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھ ُ ے



فَقیرِی در پوشن مُشکہٕ عنبر

فَقیری گرد گوشن مُژ چھُ نزوٗر

فَقیری کرد رِوشن سات سَمے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیری تابہٕ وُن آفتاب چھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیری جابجا شاہ ڈِیہ ٹھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھ ُ ے

فَقیری ژون دِلن مژ باگ شولان

فَقیری دون شبن اندز وَلیچھ پیان

فَقیری گُشن حدان آیٔنہ چھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیری تابہٕ وُن آفتاب چھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھُ ے

فَقیرِ ی جابجا شاہ ڈِیہ ٹھُ ے

فَقیری کعبہ و محراب چھ ُ ے

فقیِری در پوشن مُشکہٕ عنبر
فَقیِری گرد گوشن منز چھُ زیور
فَقیِری کرد ٕروشن سات ئسے
فَقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقیِری تابہٕ وُن آفتاب چھُ مے
فَقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقیِری جابجا شاہ ڈِیو ٹھ مے
فَقیری کعبہ و محراب چھ ُمے
فَقیِری ژون دِلن منز باگ شولان
فَقیِری دون شھن اندر وُلِتھ پان
فَقیِریٔشَن حدن آیئنہ چھُ مے
فَقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقیِری تابہٕ وُن آفتاب چھُ مے
فَقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقیِر ی جابجا شاہ ڈِیو ٹھ مے
فَقیری کعبہ و محراب چھ ُمے

فَقِیری پیشوائے گنجِ اسرار
فَقِیری رہنمائے اولیہ دربار
فَقِیری پادشاہے نُوح وقلمے
فَقِیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقِیری تابۂ وُن آفتاب چھُ مے
فَقِیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقِیر ی جابجا شاہ ڈِیو ٹھ مے
فَقِیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقِیری بیمہ روس طمعس کران لار
فَقِیری صاًجبےَ اَسرارَ و ابَرار
فَقِیری مِیمنَ دوِن مزٔ چھُ کلمے
فَقِیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقِیری تابۂ وُن آفتاب چھُ مے
فَقِیری کعبہ و محراب چھُ مے
فَقِیر ی جابجا شاہ ڈِیو ٹھ مے
فَقِیری کعبہ و محراب چھُ مے

فقیری جایہِ گیر چھم یتھ وجودس
فقیری جایہِ گیر چھم یتھ وجودس
فقیری شہد و شرین ہیتھ بال سرودس
فقیری پائے سردر زیرؤ بجے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیری تابہٗ وُن آفتاب چھُ مے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیر ی جابجا شاہ ڈیو ٹھ مے
فقیری کعبہ و محراب چھ ُمے
فقیری ہوو چھُم ازہا نبرَ دراوٗ
فقیری روُح بُتھ میأنس مُرس ژاوٗ
فقیری نوح نبیؑ یتھ ناوِ چھُ مے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیری تابہٗ وُن آفتاب چھُ مے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیر ی جابجا شاہ ڈیو ٹھ مے



فقیری کعبہ و محراب چھ ُمے
فقیریٔ اُس فقیری روزِ باقی
فقیری چھم دِوان مس ہم چھ ساقی
فقیری نامِ مولاؔ جامہِ جمے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیری تابہٗ وُن آفتاب چھُ مے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیر ی جابجا شاہ ڈیو ٹھ مے
فقیری کعبہ و محراب چھ ُمے
فقیری احد زرگر چھُکھِ ژئے در بَر
فقیری جلوہِ ماران اندرِ نبرَ
فقیری للھٔ ناٗو تنَ رُمہٗ رُئے
فقیری تابہٗ وُن آفتاب چھُ مے
فقیری کعبہ و محراب چھُ مے
فقیر ی جابجا شاہ ڈیو ٹھ مے
فقیری کعبہ و محراب چھ ُمے

()

÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۹)÷÷÷÷÷÷÷÷÷

لاسر کروٗ پان منہ چِی سپاَر
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
حرفنَ مانے زانہ ہُشیار
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
زندہ کرموٗردَس سئتی صحبت
رندچالہ ہاٗگرس لول محبت
گند نےَ مادہ نر وصلک زار
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
لاسر کروٗ پان منہ چِی سپاَر
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
یِس سئتی نکاح چھِی باتدبیر
تہنزے بہ چوٗ دامہ شیر
یتھ نہ گانگل کرِی کانہہ اَغیار
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار



لاسر کروٗ پان منہ چِی سپاَر
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
ہیہ روز مألس دوٗ گردن
یِس زاکھ تسی سئتی واصل بن
گژھ برادر کرُکھ پیرو پار
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
لاسر کروٗ پان منہ چِی سپاَر
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
گنہِ کر پنہ نِس اولادَس
ہنہِ ہنہِ ماز تراوٗ دریاوَس
مائیےِ مَن کر پانس نہار
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
لاسر کروٗ پان منہ چِی سپاَر
کافر سپِدتھ کُوزُم یقرار
حرام تکبیر پرُدیوٗ نیاز
یتھ نہ آسِی قبلئے تتہِ پر نماز

کرامن سئی یُس ٹکہِ زونار

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

لاسر کروَ پان منہ چِی سپاَر

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

بوئے چھُس محیط بوئے چھس بُسیط

بوئے ماآسی نکلِ شئیَ میط

از منَ پآدہ گوَ گُل سمَسار

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

لاسر کروَ پان منہ چِی سپاَر

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

میئے لُود آدم میئے دِیٹُس جان

میئے زآو محمدؐ میئے وُون قرآن

میئے نشہِ نُون دراوٗ مُلکل جبار

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

لاسر کروَ پان منہ چِی سپاَر

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار



شرع زائِلتھ وتہ پکھ پوٗر

وَرآ الورا ہادء منظور

فرع تہ اصل بیؤن بیؤن ژار

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

لاسر کروَ پان منہ چِی سپاَر

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

خاص بن پاسبانَ نَشہ ژل

ساسہ بُدِ نئے شاپھ دِیہ پرکل

آسمانکی مَلکَ کروَکھ سنگسار

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

لاسر کروَ پان منہ چِی سپاَر

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

لاسر کروَ پان منہ چِی سپاَر

کافر سپدِتھ کُوَرُم یقرار

زاھد پھاَسہِ دِن مِثلہِ دُشمَن

شاہدن کرقتلِ واُحد بنَ

÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۱۰)÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷

عارِ رَسہِ تے ہادلبرِ لولو
وارَٔ بوز تم سؤزَے جگرِ لولو
نارِ تینگلَ چھم بسترِ لولو
وارِ بوز تم سوزَ جگرِ لولو
چھُم کامن دِمنا جامن چاکھ
مژ عامن ونہِ ہا چاَنٔ فرِاَق
لگُہِ پامن بال کیاٗ کرِ لو لو
وارَٔ بوز تم سؤزَے جگرِ لولو
عارِ رَسہِ تے ہادلبرِ لولو
وارَٔ بوز تمَ سؤزَے جگرِ لولو
نارِ ترٹہِ کھوتہِ سخت آم یارِ سُند پوش
وارِ زأجنَس رؤ دُم نہِ حیِس تے ہوش
آرِ ولہِ گوٚم گُلہِ جفعر لولو
وارَٔ بوز تمَ سؤزَے جگرِ لولو
آم وأنجہِ چونٔے تیرِ مجُگان

شامہِ سوئدر دگ چھِیس لہَلہِ وان
درَآم گرِی تھُی سینہٕ پنجرِلو لو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
کشہِ لاٰینَم حُسنَس چاٰنیٔ تلوار
گَھشہِ رۆ ستۆی ترآونَس سَرِ بازار
پشہِ ناٰوٕنَس چھُم مُر مُرہ لولو،
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
واوٕ گرٕ ھ تو پیغامٕ ہیِتھ یاَرس
داوٕ لاٰ جنَس سۆر گۆم لوکہٕ چارس
گراوٕ میاٰنہِ چھَس روزِ محشرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
زۆرٕ ٹورنم مُلکَے دِلسے لۆٹھ



دُور کوٹ پۂوم عشقُن سفراہ زیوٹھ
شورٕ عشقنہِ ڈٕزس ذرٕ ذرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
رۆزِ محشرٕ چھُی یاَرہ سٔنز جُدآیِ
سوزِ سینے میہٕ اتھَ پیٹھ چھِ گواہیِ
بوزِ سوئ یسَ گۆمُت آسہِ سَرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
آرٕ داٰوِتھ راوٕرُن چھا دستوٗر
خارٕ تھاٰوِتھ دردِل رۆدہمَ دۆد
پرارٕ ناٰوِتھ گرٕ تھَس برٕہ لولو
وارٕ بوز تمَ سۆزَے جگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو

وارٕ بوز تمَ سۄزَے جِگرٕ لولو
احَد زرگر چھُ گۄمُت سۄ دأیِٕ
ژالِہ گُرشھاَہ یارٕ سُنٛز بےَ وفأیِٕ
چھُرٕ نہٕ اِنصاف ہاَ سِتم گرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۄزَے جِگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۄزَے جِگرٕ لولو
عارٕ رَسہِ تے ہادلبرٕ لولو
وارٕ بوز تمَ سۄزَے جِگرٕ لولو

÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۱۱)÷÷÷÷÷÷÷÷÷

درَ دِلہٕ سرپاے احوال باوٕے
وولہٕ کأنٛلی راوَے کھیکھ اَرمان
سر وَلہ بر بستر وُتھراوَے
وولہٕ کٔنٛر راوَے کھیکھ اَرمان
یٔنہٕ کنہٕ بۄزُم چأنٛز شو وَے
تنہٕ بالِہ پرٕم سنٛز تہٕ سامان

سنہٕ گوم تنہِ کرَ تّن مِلہٕ ناوَے
وولہٕ کأنٛلی راوَے کھیکھ اَرمان
ہاوسہٕ درایس امہِ چانہٕ ناَوَے
داوَس لوگُتھ میٔون زُو جان
واوس اتھِ یم نا مہٕ سوزٕ نا وَے
وولہٕ کأنٛلی راوَے کھیکھ اَرمان
سُلہِ گلہِ ٹۄرِٛن موے بر ناوَے
وِلہِ ولہِ چاۄِتھ پۄر پیمان
دِلہَ جگرُک ماز پیشکش تھاوٕے
وولہٕ کأنٛلی راوَے کھیکھ اَرمان
ژوری ژُوری کوتاہ اُوش بو ترٛاوٕے
سۄرٕ نار یِژ کال گوم لَلہٕ وان
حۄرِ پھیر میہٕ زردی عشقہٕ آمہٕ تاوٕے
وولہٕ کأنٛلی راوَے کھیکھ اَرمان
ژوشۄنٛز طرفن لُکھ بۄزٕ ناوٕے
دوشۄنٛز ساتہٕ اکہِ لگہِ پُرسان

پَشہِ وُنہِ دِلکیٖ پرکائلی ہاوُے
ووٲلہِ کاٗلی راوَے کھیکھ اَرمان
یارِ گن دأرِتھ بوز میانہِ گراوَے
آردبن ژٕ غاٗرن اَسہِ دید مان
مارگن مٔژ مایمہِ کتھہِ تڑاوُے
ووٲلہِ کاٗلی راوَے کھیکھ اَرمان
گن زن برِ ہے سُن یاد پاوَے
وَن وَن چھُ وَنہِ نَے نِشہِ راوان
دۄن دۄربر پیوان امہِ ٹاو ٹاوَے
ووٲلہِ کاٗلی راوَے کھیکھ اَرمان
دَیہّ سُند لیوٚ کھمُت کتہِ نہناوُے
موٚیہِ موٚیہِ بالہِ گاٗم چاٗنی زولان
نَیہِ مٔژ شبرِ شیٖر آلو دیا وَے
ووٲلہِ کاٗد راوے کھبکھ ارمان
زرگر احد یوٚ سو زوایہِ ناوُے
ہَر زر رۄزَے زیرِ فرمان



کرَ زاثہہ آدنک وعدٕ فُٹراوے
ووٲلہِ کاٗلی راوَے کھیکھ اَرمان
درَ دِلہِ سرپاے احوال باوُے
ووٲلہِ کاٗلی راوَے کھیکھ اَرمان
سر وَلہ بر بستر وُتھراوَے
ووٲلہِ کاٗلی راوَے کھیکھ اَرمان

()

÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۱۲)÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷

رنگ باٗلی ڈۄلم تآزٕ گُلس سُے میہٕ دِلس کان
سنگ کاٗلی ژۄلُم رازٕ بلَس سُے میہٕ دِلس کان
حدٕ روسی چھوکھ آم رأیلس لیٚترِ کترُم پان
اِدٕ گاٗم زَدٕ نِشہِ نأیلس سُے میہٕ دِلس کان
نارچہِ ریہہٕ چھَم جسمہِ گُلس دمبدم تیزان
پارچہِ زولنَم سۄر مَلس سُے میہٕ دِلس کان
گلہ نیلہِ رنگٕ گومٕ صَندلس پیوم رنگہِ زعفران
گلہِ زِیومیہٕ گیموٗ بُلبلس سُے میہٕ دِلس کان

سوئہ وانۂ ژھوُنڈُم سیکہِ ڈلس باگہِ آم مہرِ جان
دُردانۂ بیرُون آبہِ گلِسَ سُے میّہ دِلِس کان
ہتۂ دِژمیّہ نظراہ پانژ ھلَس پۆ رکما کان
شہَ تۂ داہ أسِم موہرِ چھِلَس سُے میّہ دِلس کان
تُکرِ ویۆ رہتھ ژایہ چلسَ أندرِ أنژ راوان
زَلرِ گیۆ رکۆ رنفسہِ ژھلسَ سُے میّہ دِلس کان
مرداہ آسہِ منژ محفِلس عارِ فے رِندان
ارداہ (۱۸) پُژتھ واتہِ مُلسۓ سُے دِلس کان
یِی پانۂ ہیّژ ۆم جان مولَس تی تھوّوم ارزان
بے گانہِ دَپان توتہِ لوِسَ سُے میّہ دِلس کان
احد زرگرٔ زاگہِ شلِس لاگہِ غزل خان
باغہِ رضوانچہِ حۆرِ وِلسَ سُے میّہ دِلس کان
رنگ بائلی ڈۆلم تآزِ گلس سُے میّہ دِلس کان
سنگ کائلی ژۆلُم رازِ بلَس سُے میّہ دِلس کان
حدِ روسی چھوکھ آم رأیلسَ لیّترِ کترُم پان
اِدِ گآم زَدِ نِشہِ نأیلسَ سُے میّہ دِلس کان



÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷(۱۳)÷÷÷÷÷÷÷÷÷÷

نیبرِ زالان سوندراہ ژون بوِنن
أند کھالان یندِ رس ستۂ سوس پَن
بۆ مبر نالان کیأ چھُکھ گن گِن زِن
أندرِ کھالان یندِ رس ستۂ سوس پَن
بندِگی کر ساقینسَ اند تھاو ذاتھ
زندگی أب نفین از اثباتھ
ووندِکی بر مژراو بوزکھ سوحَن
أندرِ کھالان یندِ رس ستۂ سوس پَن
گُلہِ تُبرات ییّلہِ پھۆل از ظلمات
ظلہِ ظلُمات نشہِ گوَ پأدا پۆر بات
گُلہِ کأینات تمبلو تھن جلون
أندرِ کھالان یندِ رس ستۂ سوس پَن
ور دارس پَر مارُن چھُ دستۆر
مور دارسَ تتہِ تکبیر منظۆر
دربارس منژ زال فکرِ تے ظون

أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن
ویرٕ ڈنگل زیرٕ زل روزِ کینٛہہ کال
پھیر واپس نیرٕ ہتھ پوشیدٕہ حال
شیرٕ آسبس تلپاتالک سون
أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن
ووٕنٛ ژینگن گلفام رنگنیٕ منٛز
من منگن اصلک وصلک سنٛز
دون جنگلَن منٛز گلہٕ فولادٕ تن
أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن
گوڈٕ زایک نامہٕ نشہٕ گورس پَر
پایک راز ڈیشکھ بالا یہٕ سر
دایک وُن آیکُ مانے وَن
أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن
طرف میم ذال دال یٔژ کال تھأوُم
حرفہٕ دوستان دردِل للہٕ نووُم
حرٕف جیم گوم أنٛز ران اچھرن دون



أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن
غمچہٕ نینٛڈے بٔر ینٛکی ڈٕتھی دارِ بر
بُمہٕ چے روٗنہٕ وایان زیرکُ دہر
دمہٕ چہٕ نیٔ وُچھ ستہٕ گمہٕ لیہٕ آلون
أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن
احد زرگرٕ حاصل کر حقیقت
واصِلوٕلُب مجازٕ کٔنٕز تور وتھ
عارفو ناو معرفتہٕ أندرِی تن
أندرٕ کھالان ینٛدرٕس ستہٕ سوس پَن